# شُرِن ہِندی بٲتھ

(دوٚیم حصہ)

ناجؔی مُنوّر

بزمِ ادب کاپرن کولگام کشمیر

(۱۹۶۶ء)

شُرِن ہندی باٗتھ ۲۰

اَکیم چھاپ ۵۰۰

تاٗریخ اپریل ۱۹۶۷ء

مول ۵۰ پونسہ

چھاپ خانہ کلفٹن پریس سرینگر

•

پتہ

بزم ادب کاپرن

# فہرس

# سرنامہ

شُرین ہندٕ باگتھ دوٚیِم حِصہ چھُ یِکیاہ - اَکِم حِصہ سۭتۍ
پانٛژھ وری برونٛہہ شایع پیٚتِس کالس مسلسل درخاس دِنہٕ باوجود
ہمیشہٕ ییٚنکی تعلیمی محکمن یہِ کتاب سکوٗلو خاطرٕ مُکلہٕ - دوٚیمہ طرفہ
کرٕ کٔرۍ اکھ کتابہٕ کاشُر بوٚڑ شاعرو تہٕ ادیبو سیٹھاہ تارِیف - بٔڑ کیتھ
چھُ یہِ زہٕ ییٚلہِ مےٚ یوٚتسٕ پانہٕ یہِ کتاب شُرین برونٛہہ کنُن نِیِ، تِمو
رٔنیہٕ یہِ ہتھو ہتھی - ییٚمہِ کنہِ اَز چھُس بہٕ کتابہٕ ہند دوٚیِم حِصہ پیش
کران -

یہِ حِصہ چھُ اَکِمہِ حِصہ نِشہِ وارا ہیو کیتھو کنہِ مختلف - اکھ
یہِ زِ اَتھ منٛز چھِ ژھوٚٹۍ باگتھ تہٕ لوکچہِ دلیلہ دِنہٕ آمٕژہ - ژھوٚٹۍ
باگتھ چھِ شُرین جادٕہ خوش یِوان - زبانہِ منٛز تہٕ چھُ خاص احتیاط
کٔرِتھ آمُت سہل زبان، لوٚتۍ لفظ تہٕ ژھوٚٹۍ وزن چھِ شُرِس
باگتھ رٔٹِتھ کھشان - ییٚتھ حِصس منٛز چھِ کیٚنٛژھہ لوکچہِ دلیلہ ییٚم اَلِیوٚٹ
تہٕ کتابہِ منٛزٕ نِنہٕ چھِ آمٕژہ - ییٚمہ کیتھہ چھِ وفہ نی سارِس
دُنیاہس منٛز عام -

وومید چھُ یہِ حِصہ تہٕ سیدٕہ برونٛہہ کھوتہٕ جادٕہ مقبول - تیٚمہِ
حِصہ تہٕ سیدٕہ جلدی پیش -

کاپرن - اَکِم جنوری ۶۷

# نندہ بأنی کشیر

ولہِ وو میانیو یارو    ٹاٹھیو دوس دارد
ہیوٗل گٔژھ تُہۍ ہلہِ کرو    دُوٗن اسی فلہ کرو
دوہ دِہ کوہلہِ والوُ بالَن    بوش ہیمہ ادِہ پانژالَن
مأجہ کشیرِ ہُند قسم    موختہٕ بَرو آمۍ نُند ہالم
دوس چھہِ اسی سمسارُکۍ    پوش چھہِ اسی گُل زارُکۍ
خوٗن ہیُن پیے یوٗد اَسہِ دیُن    باغ ہیُن چھہ اسہِ سگیُن
مأجہ کشیرِ ہِندکۍ گبَر    ویر، مجاہد، رأچھدر
شُہرُوشہٕ دار روہہٕ دامانہ    مأجہ کشیرِ لاگونا
جنتاہ ہیو گُل زاراہ    ٹوٹھ پہ چمن سبزاراہ

پوشہ منزُل بنہٕ سأنی کشیر
سأنی کشیر نندہ بأنی کشیر

# ووتھسہ مدرسن نیر

یام میہ اَنز چھُٹھس دوٚن گرِہ کیو ووتھسہ مدرسن نیر

اَمہ پتہٕ چھُٹھل سہ، بتہٕ کھیے وٕلی وٕلی نیرسہ اڈگوٚہی ژیر

راتھ بیچ مدرس کاٗم میہ کرنے چھم، بیٚلی پیٚو میہ یاد

یکدم ژونم تمہ وزہ یارہ سیدے اَز بُرباد'

نادِ میہ لوٚیم بأچھس یامت، لوٚب کنُ کرُ اَسہ کینہہ

مدرس وزایہ، مگر اَسہ یارہ دٕریاوِ بچ رٹ دِتھ

سأرس دوہس دٕریا بتھِس بِہِتھ واراہ سأ لاہ کوٚر

کوٚلہ ہتہ کھراوِتھ پل اَسہ چھاوِتھ اَسہ کوٚر گیٛنہ ناہ دوٚر

گاہے اوس تے گاہے ووڈ اسہ گاہے ڈتی اسہ دب

گاہے یارو ڈرٕیا بجھڑ بیٹھ اسہ پانس مُرشد رَب

ڈوہ پیلو ووت کھنس بیٹھ یارو بجھ پامت لیج سکھ

ووّن سے باجس وتھ سہ یارٕ گرہ کنٕ جل جل بکھ

گرہ وأرتھ کیاہ سپد یو یارو! امتہ پیٹھ تو یژھ کتھ

بھتا پرہ روین، کھورن لوٹے شانن بیٹھ اس لتھ



# خرَ گوَ مارِہ

جنگلس منز اوس اکھ سبزاراہ

اکھ سبزاراہ، دِل کش داراہ

اَکہِ دُہہ خر اکھ اپاٹری پوٚک

اپاڈری پوٚک داراہ بیٚلہِ تھوٚک

داراہ بیٚلہِ تھوٚک گاسہ ہیوتُن کھیوٗن

گاسہ ہیوتُن کھیوٗن مُسلاہ ڈیوٗنٹھن

ڈیوٗنٹھن سہہ مُسلاہ تہ سوٚنچُن

سوٚنچُن کوتاہ کیاہ گژھہ آسُن

کیاہ گژھہ آسُن سوٚنچاں بیٚلہِ گوٚ

سوٚنچاں بیٚلہِ گوٚ تس ٹوراہ پیٚو

تَسَ ڈوراہ بیوِ، خوش گو واراہ
خوش گو واراہ دِیتنس چاراہ

دِیتنس چاراہ لوگن پانس
لوگن پانس پوک مائدانس

پوک مائدانس سِیہ سِیزہ ڈالے
سِیہ سِیزہ ڈالے چِمہ خمہ چالے

چِمہ خمہ چالے پیاری پوک
پیاری پوک ہرکائنسے کھڑوک

ہرکائنسے کھڑوک ژلی تہ ژلان گے
ژلی تہ ژلان گے دَب لگو بیسی

دَسی پے بیتہ بیتہ خرچھک لاران
خرچھک لاران دوران دوران

دوراں دوراں مُسلہ پتھر پیوہ
مُسلہ پتھر پیوہ رازہی نون گو

رازہی نون گو گکھ گے بکجا
گکھ گے بکجا ہش مُش بریا

ہُش مُش بریا خر گو مارے
خر گو مارے ئیمہ سمارے

# رازہٕ رام بدرٕنی دوٗنی

آکاشَس پیٚٹھٕ اَوٚبرٕچ ژھایہٕ
دوٚکھ سُبُدنَب گیٚیہٕ گگرایہٕ
ہوٚہَس سَپدے تیٚزی ہِش
گُلہٕ گگہٕ زَٹنے کَمہٕ ٹھَٹھرایہٕ
ہوٚہَس بی ہَن تیٖزر گو
گُلہٕ تہٕ ہَرُن کَلہٕ ٹھاسہٕ نہٕ آیہٕ
اَوٚبرَن ہیٚتھ کَمہٕ ییٚتھل رہی دِنی
دِیٹھ دٕ ہٕ ٹھٹھ رُدٕ فیرِک پیٚٹھ ٹھرایہٕ
دَہ دَہ راہ ہر طرفے لیج
لوٚکہٕ ژھارٕنی ہیٚتھ وہ نی سایہٕ

نبجہ بیہِٹہ پٔتھرِس تامَت ووٚتھ
ہٕنش مُش اکھ تہٕ تماشاہ بایہ

ژٕہ کینہہ گے اوٚبرس لوٚگ ژھین
دارِہ کہٕ زٕژہ وُ چھنے ڈرایہ

تاپے ٹُنزٕ لاگن رُدہ فیری
بٕیٔرٕ گیوٚش ووٚتھ از شاہجاہ پیایہ

مشرق کُن وہ نٕ نظراہ کر
دارٕہ رام بدرٕنٕ ڈُونیاہ زایہ

نبجہ بیہِٹہ آرے کوہ نٕڈُلاہ اکھ
ژیشاہ چِبنہٕ دوٚ تھٕمت گنگا یہ

زٕژہ لیجہٕ ژٕنے چھعنٕ چھعنٕ چھعنٕ
ننہ زوٗنے دہٕ گلتہٕ گے فنایہ

گاٹٕر زَنتہٕ وٕشی اَکھ وُزمل

رُوٹھتھ ہیوٗرکُن اَسہِ ہَمسایہ

پٔریزلان سَتہٕ رنجو سونٛزل وُچھ

نبہٕ پیٹھ وُژھمرٕ سانے مایہ

یٔمہِ اندٕ اختابن بُتھہٕ کھوٚٹ

ہیٚے! ژھین لوٚگ سونٛزلہٕ ہیعہ شایہ

سونٛزل وُچھ سہٕ غائب ہی گے

ظاہر اوس یہٕ خابی بایہ



# نیم حکیم

دپان اوس اکھ نائیداہ اڈٕ ہیچھل
نیتان اوس تیرِن کرِیان اُدرٕ کھَل

شُپہ اکھ ڈُہا اکھ کنھٹا اکھ رؤٹُن
تہٕجِن کاٹرٕ، پوڈُن، ننٹُن بس ہیوٹُن

نیتاں اوس تس ہیر بِہلی بستہٕ سان
ژہپن اُس کیہژاہ تہِمس ڈگ دِتھان

تِیتھے پائٹھی کھٹ یام اَڈ مور گو
دوٚپن تس ژہپو سیتہٕ میہ مارمو

چھُھے ماز کھیوٚن یکوسٹے مارتم
اگر مُون ہیٚنز چھے سیوڈے تیلی ہتم

# ٹانگہ وول

ٹرٹاک ٹرٹاک پکان گژھ

پکان گژھ ٹکان گژھ

چھہ میون گُر سیٹھاہ تیلنگ ہوا چھُہ زَن دُہے دَوان
سوارہ کھہ چھہ اندر ژٹتھ پکان، تیمن چھُہ گورہ وان

ٹرٹاک ٹرٹاک پکان گژھ

یہ ٹانگہ کوُت ٹوٹھ چھُم عیال پتھ چھُم میہ یَڈ بَران
صُبحہ بیٹھہ میہ شام تان رٕوپے ژہ روپیہ چھُم بَنان

ٹرٹاک ٹرٹاک پکان گژھ

ہیا ژہ یارہ روز لوب پنا ژیہ ٹانگہ بیٹھ گژھی
بہنی! ژہ موج ہوش کر ہمیشہ وَقتہ وُچھت پکی

ترڑاک ترڑاک پَکان گرڑھ

بۂ کیتو لگھہ وُچھان چھُسک وۂ پَرتو پننۂ دیشہ رکی

رنوان بۂ مُنشزلن چھُسک پنُن نۂ مُنشزلاہ گنۂ

ترڑاک ترڑاک پَکان گرڑھ

پَکان گرڑھ ٹکان گرڑھ



# جُرم

ژوُژ جوراہ فرُیرا اکس گاٹرمی گرس

آکھ مرِہ منزہ پوپھٹ ہیوُ کو کراہ بدس

ژزلی، ژلان گے واُتی بیلی جاۓ اُکس

کونہ اسر ماروں، ووّن اُکی زُنی بیئیں

کیتو بو چھ ہتی اسر چھ کرہ ہوّس ناشتہ

پیتہ وُچھو اسر کیاہ کرو، چھاپی صلاخ؟

یام کوہ کرن بوُزہ موُنکھ آلواہ

زار پاراہ کرِنہ لوُگ ژُدرن سیٹھاہ

ہے بخشنو تو مییہ، کوُد تُہی مارِکی ہُم

ہے مییہ بخشو، کُس گوناہ کور مُتّ تُہیہ چُھم

یوٚد میٚنہٕ بخشِو خدمتاہ کرٕہوٚ سیٹھاہ

یُس حُکم کرِیہم سُہ تیٚلہِ اَنہٕ ہا بجا

صبح پیٚتہٕ سحرس دوہ تھان بہٕ آسہٕ ہا

بانگ دِتھ لوکن نِندرِ بہٕ کاسہٕ ہا

کُو کرِ شُند عرضاہ یُتھے سپُد کھ کنَن

شرٕاکہ پُش مُژرُکھ پتہٕ کرِ ہس اکھ دِنَن

چھت اسُے ماران چھُے جرماہ یہِ سگھ

لُکھ وُزناوِتھ اَسے ژٹناوِہ کھ

# کتھ باتھ

نیچوُ — آسرہ ها یوّد دَے بو باغکُ پوشس تاگی
آسرہ ہم آسان میۂ کوتاہ بوشس تاگی

جانوارَن ہُند بو دِل بژمرادہ ها
پوشہ ہتھرِہ پیٹھ اکھ تماشاہ ها دِہ ها

کوُر — ہائے بُتہ یوّد آسرہ ها وُفرِ دِرِنی گُکلی
دُورِہ انسانَن بو نِمہ ها ژُورِہ دِل

یتھ ہتھرے پیٹھ آسرہ ها ڈالاہ دِوان
ہیتھ گُلس پیٹھ آسرہ ها گیوُ ناہ گیوان

نیچوُ — آسرہ ها بوّمبوُر اکھ باغس اندر
وائش کرہ ها بو یتھے پاٹھین بسَر

مسولن، یمبرزلن نش واتہ ہا
میوٹھ گیوناہ بو گیوائی آسہ ہا

کور — آسہ ہا آکاشہ نارچ ووزملن
اوبرہ منزہ کرہسے ہا دوہ ہا دوہن عالمن

نیچو — ہانز بنہ ہا زووہ ہنزسے نابہ تہند
سائل کرہ آکاشہ چھے گنگا یہ ہند

کور — آسہ ہا یود وَسے پرزلون تارکاہ
راتہ ہند انہ گوٹ تتھے کنہ کاسہ ہا

نیچو — آسہ ہا پوشس پیٹھن شبنمہ فیوراہ
کور — وائے بتہ آسہ گژھس دن دُنی ہراہ



# سِہہ پوٗت

سیٚمنیاہ اکھ اُس جنگلس منٛز بٔہت
میٹھ سِہہ پوٗتس کران اُس خوش گرٛذحت

آیہ اکھ پہ ژھدلاوٕنیاہ ہم ہم کران
شُرکۍ کھیٚجاہ ہیتھ اُس اپارٕ یِکان

خارٕ پاکٹاہ سیٚمنے سیٚتی کوٗرُن
شُر تُسند ڈیشتھ ژٕتی ہیوٚتنس وَنُن
ہے ژیٚہ کتھ ہیٚچھٹ بوش چھُے کھوتہٕ تمتٕ سیٹھاہ

کیا زٕ مینگ ہاوان چھیم ژٕ خامخاہ

بچہ اکھ چھےٚ، چھک اڈی ژٕراون قدم
یُس اکھاہ سمکھےٚ، چھِس ہاوان ژٕ چم

یٚیتی شُری اَسِتھ تہٕ چھُس کیتھ شاہ نرم
چھُس نہ چائنی پانٹھی سیدان ژاہ گرم

سیٚمنے ییلہِ بوزی یم ساڑی ہزل
کتھ اکے وٚنی نس ہوگسے کیتھ شاہ خجل

یٚیتہٕ شُری اَسِتھ حصر کیاہ چھےٚ وٚنم
یوٚد اکے شُر چھُم اگر سیٚہ پوٚت چھُم

# ہُرُد

ہرُون پھو یکدم پرَتھَ
ٹُوکن لیئَج ہر سو دَو دَو

پَنر برُگن وَرُشھ ٹھتھرارے
گُو کُنٹ زرد سے مِتی دارَے

داوَن تیج گُو لَنجہ متھَر ٹھَر
بعدہ کُنُز سپدیو یَینر امبر

نغمہ چِھہ بند کری مِتی بُلبُلی
باغاہ ڈِیشتھ مُوران گُوگُو

ڳکلہٖ تہٕ کتھ جے ببیہ ست تھتھ
کتھ تام یشس کُن ڈرامتھ
تہیرہ تہٕ داوَس وُڈھ ٹھم ٹھم
کوہ لہ ہنند آ ہی سپدیو کم
شالہٕ ڈنگوٗ لنگو گرہنز نے ڈل
آباد سپدے ہر سو کھل
ژھاراں داۓ چھہٕ رہیہ نامت
اُلی بران چھہٕ وَند باپت
کانگر، فیرناہ، ہردس منز
وَندہ باپت لکھ ژھاران سنز



# سہہ، ہاپُت تہٕ پوژھ لوو

سہہ، ہاپُت تے اَکھ پوژھ لوواہ

یارٕژ لٲگِت دٔرایہِ شِکارس

ترشوے وٕچھ کرٕ اَکھ کتھ مُشخص

اَکھِ یُس چیز اہ یِیہِ ترٛیشونہٕ نِنی

شامَس یکجا اَسی باگراوٕ

دوٚے دوٚہَس ییلی محنت کٔرِ کٔرِ

ترشوے وٕچھی ییلی نَم ژَم گاعِلِتھ

شامَس کورٕ اَمبار شِکارس

گرہزوٗن حکماہ زٕہ سہہن کورٕ

ہاپُت کرہ مالس حِصہ باگے

ہاپُت تھوٚد وۄتھ گُکماہ بۄزتھ

کِمَہ چِھمَہ خمہ چھِمہ باگےٚ کرٕ نتمو

ژرِپن اَمبرن منز 'پور' بروبر

'سہہ کاکا رٹھ کُس چھِمہ رٹہٕ ہَمَن'

ہاپُت لۄگ پِھتھ عرضاہ کرٕ نے

اَکھ پیٚچھٹ سہہ لۄگ گرٕژنے واراہ

تھوٚد وۄتھ، ہاپُت یکدم پۄتُن

ہِرِ موٚنڈ رفٹنس، ژرہ بچہ کرِ نس

پوٚژھ لاٗدِس کنُ لۄگ پَتہ وَنہٕ نے

'پوٚژھ لادیا! وونی ژھِ کر چھِمہ اَکھ'

پوٚژھ لاٗدی یامت گُکماہ بۄزن

سوٚہ مبرن اَکی سے امبرس سوٗرے

لۆب بتھاوِن اُڈُم جے کرٕتھ تامَت
سُہہ کاکا ! زِٹھ کُس چھِ رٕٹہ مَن،
پوٚتھ لأوِی کوٚز عرضاہ یِتھ کٔنز
سُہہ گوٚو وارٕہ خوش تہٕ ووٚنُس
کمہٕ چھِہ باگے پٔرتھ ہیٚچھنو کٔتھ؟
پوٚتھ لأوِی کوٚز عرضاہ فورَن
ہاپت سِندٕ مرَن ہیٚچھنوٚوُس

ییٚلہِ کانٛہہ کأنٛہہ مصیبَت ڈیشان
تِمہ وِزہ اُسی چھِ ہیٚچھان بوڈ سبقاہ

# ژرِہ بچہِ

مِیانہِ ژرِہ بچہ کیازِہ چھُک غمگین گوٚمُت
کیازِہ چھُک حاراں تےٚ نیتہ سوہتھ پوٚمُت

مأج چھےٚ نا آنہِر ژٕبہٕ وِزِہ وِزِہ دِوان
کوٚنہٕ چھےٚ تہیرِن اندر گرمَس رٕٹان

وَل سۄ مۄ چھِ مٔنز تام وُشنیرس رٕٹتھ
یا بیٚبس مٔنز ماجہِ ہِندی یأ رٔٹی ہمت

وُچھ سۄ اُٚپی مأج ییٚنہٕ نِی ژھارِہ نے
لگِہ بیٚچھٕ چوٗں چوٗں کراں ژٕیہ گارِہ نے

دمہٕ دُھتہٕ وُفا تُل کیا وُفن چھےٚ نا تگان
کیا ہوا مَس مٔنز دِرِتھ چھُک نا ہیکان

بُتہٕ یٖیلہِ کھوٚ کھجی کرِنی اوشُس ہیٚچھان
چاٗنی پاٗرٹھی اٗسیم میٚیہ دب مکُم گمُ لگان

ووٚنی میٚیہ ہیٚییہ چھیمُت چھمُ دوُن دوُرن یکُن
دوٚہے دُہس گیندرِ گیندرِ ترٕ مازانے ٹھکُن

وُچھ سہ ژرِ بی آیہ ژے وُفناوِ چھنے
آسمانکۍ ٹاٹھی رنگ ژیٚیہ ہاوِ سنے

ثراوسہ نیبِرِ سوہتہ گرِ ہن وُ ڈواہ ژہٕ کر
رنگ برنگی پوشہ چمنن لول بر

وہ ہتہ سہ وُف وُفنی ژیٚیہ پچھے نازندگی
وہ ہتہ سہ وُف وہ نی ثراوِ یِژھ شرمندگی

وہ ہتہ سہ کرنیلس فضاہس منز وُڈو
بول باشاہ کر، تہٕ برقی رِقی باہتہ گیو

# وَندہ

## (اکھ مشاعرہ)

### تیر

کشیرِ ییتھ ہوو رۄسے اَز وَندَن
چَلے جاو لوٗگ ہرطرف بَس جَندَن

بۄ چھس تیر ہر شایہ وٲتتھ پیوان
لُکن چھس ژُھہت ہوش تے چھس نوان

شُرن دَند ٹلکھ میانہِ سیتی وۄہ پتان
بڈین چھہ اُتھن تے کھوٗرن نَٹھ اَژان

لُکھ ہیوت ژٕہ وایارِ واجِن اَژُن
شُرٕ ہیوت ہیس مشر وَل ماجِن اَژُن

# شیٖن

نبجَس پیٹھ زَن چھُ فشب کانٛہہ دُون وونان
زمینس پیٹھ ملکھ ژادر چھِ وونان

وَلان چھُس دُنیہس پیٛنہ شیٖن ژادُر
کُلین بۄ چھُس تھوان دستار بَر سر

لَگِن چھُس پوش شینکۍ فۄلہ راوان
تہٕ کینہہ گَلجہ کرٛ چھسک کھوشہٕ منز بو ساوان

زمینس آنہٕ پوٚٹ ہیمہٕ چھُس بناوان
تہٕ زوٗ نا عشَن گَلِت چھُس ترٛیش چاوان

# ژھَٹ

تیٚرے ہُمٕژ چھَس شیٚنِچ ژھَٹ

پژھِمٕتۍ کیٚنہہ شیٚٹھراوان چھُٹھ پَٹھ

دٕری یاوَن منٛز بِکہٕ وۄن آباہ

مۄنجھ زَن سَپدان چھُس نٕلہٕ وَٹھ

کُٹھٕ ترٛوٚپران چھہ ہُبتہٕ سیتٛین

لگھٕ زَن آسان گَنٛڈِی مِتی کٕٹھ

یُس کاتھہِ ژھَٹہٕ منٛز نیران سَفرس

بُتھٕ گوہ گجَن تامت چھُس ہَٹھ

ترٛٹہِ ہش چھُس بوٚ شیٚنِچ ژھَٹ

بِیہہ وُشنیرس تَے کٕتھ ژَٹھ

# کانگر

وندس منز تیر ژلہ راوان کانگر

غریبن زندہ چھ تھاوان کانگر

چھُ آسان ٹوٹھ یُس شخصَس پنُن زوُ

ووہ تھان نندرے تہٕ زو راوان کانگر

سیٹھاہ بڈی بب اندر چلکے گلانس

وُچھس ییتین دُہے ساوان کانگر

اُڈین چھ نارہ تیٚتی کھاران جسمَن

اُڈین زاٚلتھ پھٕتر یاوان کانگر

چھ تاپس شُری دوان تل کیتر نیٚبہٕ ٹھ

کھرے تراوان تہٕ فسٹراوان کانگر

# رَب

وندِہ ییلہٖ واتان آسان رَب

گھریَس گیٚہس لوٚگ تَس دَب

سٲلَس موٚگرٕ کانگرٕ ہیتھ

گرِیکہٕ وٕدان آسان بٹہٕ ربَب

شِستر ہِش سَنخ سَپدان چھُس

ییلہٕ آسان چھُس تارَکھ نَب



# ماجہِ پٔتھر

بنہٕ ہا یوٗد وے پوش گلابک
پھولہٕ ہا تھرِ پیٹھ صُبحَس، ماجی
بَینہٕ دُتھرن منز نشہٕ ہا چھیٚنی چھیٚنی
پرٕزناوِتھ ماہیکہٕ ہٲکھ ، ماجی
نگہِ ہِی مازے اَکھ رَژھ بوزُن
کریکھا دِیہ ہَکھ، میانے پوترو
ژُو میہ وونْدے گوٗت سَن گوہَم
ژھعہ پر لاگِتھ بو اَسہ ہَسے ماجی
وُچھہ کیاہ کٲم ژہٕ کرہکھ
یٚلہٕ ژہٕ ییہ ہکھ اَکھ پُتھرا وِتھ

مَس مُژرا اَدِتھ بَتھرِ کَنِز پَچہِ ہَکھ

پیپہِ ہِی مُشکاہ رِمیون دِماغَس

ہَکِہ ہَکھ ما ژرِ زا اُنِتھ ما اُجی

مُشکاہ کَمرِ سَند یُوت چھُ تیلان

دوپہرس یِلِہ بَتہِ ژرِ کھیِہ ہَکھ

بیہہِ ہَکھ پَرِنے ٹاٹھ کِتاباہ

بَتھرِ ہشِز ژھایاہ شانَن پیٹھ ہِی

میانِی لوکٹ ہیش ژھایا پیٹھ ہے

ورقَس پیٹھ تتھ چھانہِ کتھ۔ بے

پَرِنز ناوِ رتھ ما ہیکہِ ہَکھ ما اُجی

ژھائے آما آخر چھِ کمی ہشِز!

ژِکھ یِلہ شامَس ژا اُنگس دِیِہ ہَکھ

گیٚنٛن، تیٖرن ژھاٲرِتھ انہٕ ہِکھ

جُبتہٕ ژھِنہٕ ہاپتہٕ گِندُن ناہ ژٲوِتھ

پوشِن منٛز باگ پھۆلنکھ ماٖجی

یکدم وۄتھِ یِمہٕ ہٕ ژرے بُروٗنٛہہ کُن

وَنہٕ ہے کٔم کٔم پیٚرٕ دِ لیلے

ونہٕ ہم شیطانا کیٚتہٕ اوسکھ

یِتہِ تس کالس ژھاران آسس

ونہٕ ہے گژھہ بی کیازِ وَنے ژٕتِہ،

(ٹیگورٕ سٕنٛد خیال) ●

# سوۄنتہ رۄہ

رۄہ کروَے سوۄنتھہ ہے آو وِیسی یے

پوشہٕ ڈورِن کروَے کراو وِیسی یے

اسی تہٕ نیرو چھاوو سوۄنتہٕ سبزار

واو خوشبوے سومبرنہٕ دڑاو وِیسی یے

تارہٕ سازس چارنہٕ لوگے بلبُل

پوشہٕ نوۄلن کھوتے چکہ چاو وِیسی یے

کس نہٕ سونتکی ہوہن جوشاہ اڈن

کاو تام لوگ کرنہٕ ٹاو ٹاو وِیسی یے

سونتہ مستی چھاونہٕ دراو تاجی

لولہٕ شارِن لوگ چلے جاو وِیسی یے

# کَتھا کرُٕی توٗ

کتھاہ گِندہٕ نیچ تہٕ درشہٕ پیٚنچ، دوس دارٕن ہٕشز کتھا کرُٕی تو
کتھا کرٕی توٗ بہارٕن ہٕشز تہٕ یارٕن ہٕشز کتھا کرٕی تو
یہٕ دُنیا گوٚژھ بنٕن سورٕے میٹھا یاہ، پسکُٹاہ، حلواہ
ییمٕن میٹھین خیالَن، کاروبارٕن ہٕشز کتھا کرٕی توٗ
ژٕلِن گوٚژھ ہیم تے بجے دُنیہس منز ماشرٕ جی سُند
کلاسو بدلہٕ یارو کوہ سارٕن ہٕشز کتھا کرٕی توٗ
حِسابیچ، جاگرافی ہٕشز، تواریخچ کَتھا ژٕرٕی توٗ
گِندان اُسی چھِ ییمن ریلین تہٕ کارٕن ہٕشز کتھا کرٕی توٗ

یہ دُنیا ہیچھ کرِ یوٚ، توفوٚتہٕ تلوارو چھُہ زردوسُت
گُلَن ہیٚنز، بُلبُلن ہیٚنز، جانوارَن ہیٚنز کتھا کرِ تو
چھُہ "بی، یو، ٹی" اگر بَٹ وَنتہٕ "پی، یو، ٹی" چھُہ پٹ کیتھ کُنہ
زیواہ اُسِہ ماجہ ہیٚنز دِیی توٚ اماَرن ہیٚنز کتھا کرِ تو

غزل لولکھ گیوان ہیم سانہٕ باپتھ ناجِین پاٹھین
تِمَن گوٚنہ مات یارَن، لولہ شارَن ہیٚنز کتھا کرِ تو

# کاوٕ یٖنہٕ وول

وُفان دُورِ اکھ کاوٕ یٖنہٕ وول آو
وُفان تےٚ ژٕلان تےٚ کران ٹاو ٹاو

چھہ سالرِ کرِ ہتو واد تےٚ ساسہٕ واد
ژھعہٕ کیو پیٹھہٕ پہن یُس کران تس چھہ ناد
گُنی گُرِ بز ٹیٚنگھ تےٚ کوٚرُکھ ٹاو ٹاو
وُفان دُورِ اکھ کاوٕ یٖنہٕ وول آو

خبرٕ چھا یمٕن منز چھُہ مہرازٕ کُس
زٕ یتھ کم چھہ، درباری کم رازٕ کُس
اَکِس جایہِ ڈیٚنٹھِک ضِیافت زبرٕ
سمِتھ آیہ ساری تتہٕ وٕلتھی تم پھترٕ

کھیواں گےَ کھیوائی مُیُتلکھ کریکیہ ناد
گُنیُ شوروشر ہیوُ سیٹھاہ وۆتھ فساد

اَکھاہ وۆتھ نتہ یوُدُن پَتھر بیاکھ کاو
سَمے واریاہ، تیم کران ٹاو ٹاو

سیٹھاہ پامہِ گے اَکھ اَکس تیم دِوان
جنگاں تے گُنیُ شوروشر گے تُلان

جنگائی یمتیُ اکھ نتہ ژھف ہش گیکھ
بیکدم وُڈِتھ گے تۂ کھرِ یکھ ہش کھیکھ

وُڈان گےَ تیمے شوروشر گےَ تُلان
ژلان گےَ تیمے بالہِ پیٹھ کُن گے وُفان



# بُڈہٕ پٔیو گرِٕہ پیٹھہٕ وٕسی

بُڈہٕ پٔیو وٕسی

بُڈہٕ پٔیو گرِٕہ پیٹھہٕ وٕسی

بُڈہٕ پٔیو کلہٕ کنہِ گرِٕہ پیٹھہٕ وٕسی

بُڈہٕ پٔیو وَتہِ پیٹھہٕ کلہٕ کنہِ گرِٕہ پیٹھہٕ وٕسی

بُڈہٕ پٔیو ہُتہِ نَس وَتہِ پیٹھہٕ کلہٕ کنہِ گرِٕہ پیٹھہٕ وٕسی

بُڈہٕ پٔیو ہنگہ منگہ ہُتہِ نَس وَتہِ پیٹھہٕ کلہٕ کنہِ گرِٕہ پیٹھہٕ وٕسی

بُڈہٕ پٔیو کلہٕ کنہِ وَتہِ پیٹھہٕ گرِٕہ پیٹھہٕ وٕسی

بُڈہٕ پٔیو گرِٕہ پیٹھہٕ وٕسی

ہاے ہاے بُڈہٕ پٔیو وٕسی

بُڈہٕ پٔیو، ہاے ہاے وٕسی

# کأشُر

چھہٕ کأشرِن ہِنٛز زبان کأشُر

چھُہ کأشِرِ زُوٗ کأشِرِ جان کأشُر

چھُہ سانہِ لوٗکٕ نِشان کأشُر

چھہٕ اَزلہٕ پیٹھٕ سأنٛی شان کأشُر

چھُہ سٲنؠ تہذیب تہٕ تمدُّن

کرٲن اَسہِ نِش بیان کأشُر

کشیر تھأیِمژ چھہٕ زِندہ کأشرؠ

کشیرِ ہُنٛد زُوٗ تہٕ جان کأشُر

چھہٕ لل تہٕ نُندہٕ ریوش تہٕ زُوٗن کأشرؠ

رسُل چھُہ اَسہِ خوش بیان کأشُر

بہٕ کوٚنہٕ اَز آلو سُہ پیٚنٛ زوٗ

چھہٕ نأیٕجیٚن بس ایمان کأشُر

# دُعا

سانہِ بخشن ہارہ کَن ژٕہ تھاوٕ کھنا
رحمتکی دروازٕہ وُتھی ژٕہ ترٛاوکھنا

اُسہِ چھہ معصوم شُری اَمنٕہ باغکی گُل
پیالہٕ خوشبویکی ژٕہ چھاوناوکھنا

اُسہِ چھہ ژھاران زندگی ہندی سامان
سیر لُسنکی بُسنکی باوکھنا

اُسہِ چھہ ژھاران گِل عالمس جانیر
ساری نِہی سیتی لول بَرناوکھنا

اٗسی چھ ژھاران تارکَن تام واتُن
کامِنا تِکی راز اٰسِہ تہٕ باوَو کھنا
اٗسی تہٕ علمُک شُدراہ کرٕہوٚ سٕطے
.ناو ساٗزِ وِہِ زِ بوٗڈھ ژٕہ لاگہٕ ناوٕ کھنا

●

# مُصنّف سٕنزٕ بیٚہ کتابہٕ



(۱) ناگہٕ راد — کلامُک مجموعہ • زیرِ ترتیب

(۲) شُرین ہِندی رُباعی — اَکِم حِصہ • اکھ رۄپیہ

(۳) شُرین ہِندی رُباعی — دوٚیِم تہٕ ترٛیِم حِصہ • ۵۰،۵۰ پونسہ

(۴) جولیس سیزر — شیکسپیٖرُن سُند ترجمہ • ترٛیہ رۄپیہ

(۵) کِنگ لیٖیر — " " • کامہٕ تل

(۶) مالی بۄنٕزِ چِٹھ — نہرُو سُند ترجمہ • چھاپس تل

کورِ ہِندِ ناوِ

پتہ: بزمِ ادب کاپرن کولگام

✽ ... ناجی ین چھ شرٔن کیتھ بڈٕ حسین پاٹھۍ لیکھمٕت ۔

(رحمان راہی - انڈین لٹریچر دہلی)

✽ ناجی یس چھ مبارک تحفہ چیزس کُن توجہ دِنس ۔ یورکُن سیٹھاہ کم خیال چھ دِوان کرنہٕ ۔ یہ صنف چھ بے حد مشکل ۔ مگر ناجی چھ واریاہ کامیاب گومُت ۔

(امین کامل)

✽ پننہِ باتن منز چھ ناجی منورن بڈٕ سہل زبان ورتاوِتھ ۔ تہٕ ثابت چھ کورمت زِ تِم ہیکن شرٔن ہندِ پاٹھۍ جادہٕ خوبصورتی تہٕ سلیقس سان لیکھتھ ۔

(علی محمد لون - شیرازہ سرینگر)

✽ ناجی منور چھ مبارک بادس لایق زِ تِہُو کرٕ وقتیچ نزاکت محسوس تہٕ اتھ شعبس کُن کوٚر دٕکھ زمان ۔ ناجی منورن ہیوٚر بچہ بتھ بچن ہندِ خاطرٕ لیکھنیچ کام منٛز ۔ یہ چھ تتھ کام یتہٕ بڈٮ بڈٮ ادیب چھ پوت ہیوان ۔

(موتی لال ساقی)

✽ ادب پاڑِ کرٕن تہٕ سنٛد شرٔن ہند چھ بڈٕ کرٕ یوٚکھٕ ۔ ناجی منور چھ مبارک بادس لایق زِ تِمو تُل نوزٕک تہٕ سنجیدہ موضوع ہسن بیچھ قلم یتھ منز شہ پورہ پاٹھۍ کامیاب چھ گومُت ۔

(روزانہ 'خدمت' سرینگر)

● ● ●